# بالہ یار

(شورُن لائق شیئن کتھن ہُند پوشہ گوند)



لیکھن وول
شمبھوناتھ بھٹ حلیم کشمیری

ناشر
پربھات پبلیکیشنز
ایم-۱۵- مالویہ نگر
نئی دہلی

شُرین لائق کتابن ہنٛدس پانٛژمس
کُل ہند انعامی مقابلس منٛز بہترین کاشُر
کتاب قرار دِنہٕ کِنہٕ چھُو بالہ یار، کٕس
مُصنّفس بھارت سرکارچہ تعلیمی وزارژ
پانٛژ ہتھ روپین ہُنٛد انعام دیو تمُت۔



گوڈنیُک چھاپ ۳ ساس (۳۰۰۰)
ورٕی ۱۹۶۰ء
قیمت :- سواد روپے
(ایک روپے پچیس نئے پیسے)
آرٹسٹ بی ایم آنند

چھانپ خانہ
دہلی پرنٹنگ ورکس
چاوڑی بازار دہلی



ارپن معصُوم لالہ پھلیٚن یِم ژھاے چھِ ژٕلراوان حیاتس
آشہِ کُلیٚن یِم ڈالہ دِوان سالہ آنان صُبحس پربھاتس

# فہرس





# پئن کتھ

دۆہن پتہٕ لیکھتھ ۔ گنڈتھ دروکتھ تہ ام تمین کھتہ یلہ شوٗری کا پچین باگ گھرہ یوان چھی ۔ گرتھ وچھن کتہ تا شوقہ چھی تم بجہ دئدہٕ ژوٗ پار النہ ولنہ یوان ۔ اکھ چھو فرماش کران ۔ دئدی ۔ ازہ بوزوٲسی شالہ کٲنٛ کتھ ؛ بیا کھ چھس وَنان ۔ نائ ۔ بوبوزہ کاوہ کتھ ۔ اتہ چھو چرکش ودتھان مگر دئد یتھوی ونُن چھے ہیوان ۔ ادہ یا بوزو سوٗ اوس اکھ شالا ۔ ۔ ۔ ۔ !! ادہ متہ بوزتو شوری کوتا خوش چھی گژھان ۔ مائے لاگتھ چھی کتھ بوزان ۔ مجال چھا کانہ کرہٕ ٹھس یا مٹھس ۔ کتھ بوزان بوزان چھے اکن ننہدرہ ہنزِ وگن دور تھی شاہ وات تہ ناوان ۔ بیتہ شالہ کٲنٛ مانتھرہٕ سیتی گاسہ پہارہ محل بنو مت چھو آسان ۔ اتہ چھی تم زن تہ پلئے شہزادہ بنتھ راسہ پاٹھی باغس اندران تہ پرہ وچھان ۔ تمہ پریہ چھے اسہ ونزتہ ڈرہ ونٛز پریہ آسان تہ ننہدرہ موت معصوم بالک چھو تمن سیتی سیتی آسان تہ اسمانٕز وڈان ۔

ساسہ بدٕ وُرُی بیٹھہ چھے کتھن ہنزٕ پرٕنہ یتھےٚ پأٹھۍ معصوم لالہ کھلین ہنٛد دِل
رنٛزٕ نادان آمٕژ تہ ازٕ تہِ چھُ شوٗر طلس تہ وَن ہارِ سیٖٹ کُوٗنی دُفہٕ جبر کتھ
دُنیاہس واتان۔ شأید اوہ موجوٗب زہ انسان چھُ بالہ پانہٕ پیٹھےٚ زندگی ہنٛدِس
سنٛزس لگان تَس چھےٚ زُونہٕ تہٕ تارکن تام واتنٕچ کل ازلے عگنان۔ ژرٕ ہرگاہ
کُوٗنی دُفہ اکہٕ لنجہٕ بیٚس لنجہ واتان چھے۔ شوٗرکیا سنازٕ روزٕ پتھ اسُونہٕ چھُ آمُنہ
اندری وُف تلان تہ دوٗر بالو اپور۔ خیالی صَدرہ اپور۔ ہِنہٕ ژرٕ وٕنہ تہ دیرٕ
وارہ اپور جبر کوٚت واتان۔ ظأہرا توتوی۔ یوٚت واتنُک انسان زینہٕ پیٹھےٚ
قصد چھُ کورمُت۔ لوکچارس منز چھُ انسان یہِ منزلہ کتھو سیٖتی کڈتُک پأیہ پانہ
نادان۔ مگر بوڈ واتتھ چھُ تس سُوئی منزلہ اکھو تہ کھوٗرو کڈُن پوان۔

شُری بأدٕ چھُ انسانہ سُند اصلی بالہ یار۔ اَچھ دارہ تہ زُون ماج زُونہ ہُند پأٹھۍ آدنک
سیٖٹ بوچ یُس دُورہ رُوزتھ اَسہ وٕنہ ہونچہ انسانس ٹاٹھ کران۔ روزان چھُ۔
اُمیٚ بالہ یارس رنٛزٕ نادونہ تہ زندگی ہُند عزم مدٕھری پأٹھۍ فکرٕ تارنہ خأطرٕ چھُ
انسان کتھن ہنٛدِس میراثس ہرہمیشہ نوٚو نوٚی جامہ دلان تہ وولا سہ کران۔ یہ چھے
اکھ پرم پدا۔ یوسہ ازتہٕ موجود چھے تہ شأید روزٕ ابدس تام چلہ وٕنو۔

بٕڈین ہنٛدی خأطرٕ چھُ کتھن ہُند میراث نی ذات سوٗزا پھیرٕن۔ نیٚس پتہ



نأل چھُونہ پوان۔ مگر یُس آدنُک بیٚٹھو تہ رُسل دوہ ساعتہ ساعتہ ژُکش چھُ پادان
دِپان اَمی مارہ مَتہ کوٗر انسان افسانن ہُند سوٗ سرمایہ تیار یُس ازٕ کہ اوبک گھنہ
چھُ بنیومُت۔

یہ ؤی کتھو موجوٗب چھُ ازٕ تہٕ دٕیدہٕ ہنٛزن شالہ کتھن سُوئی بجبریُس تمن ہتہ بدٕک
دریٚیہ بروٚنٛہ اوس۔ زمانن چھے دوٚنی سٹھاہ ترقی کٕرمٕژ لہذا چھے کتھن ہنٛزٕ کتابہ
ازکل انبر وانبر وچھپان۔ مگر کأشُر زبان چھے وٕنہٕ امہٕ رنگہٕ کھوٚچی کران۔ شُکر
چھُ وزٕ شُرٕن لأیق کأشرٕ کتابہ لیکھنس تہ وۄتھ دس۔ امہ خأطرٕ گژھن پرٕتھ کأنسہ
کأشر سنٛزٕ شانہ ووٚگنی۔

'بالہ یار' عنوانچہ یتھ کتابہ منٛز چھے شٕی کتھہ وٕننہٕ آمژٕ۔ مٕے چھے وٕمیدٕ
کأشرٕ شُری کیہو بٕڈی پرن یِمہ کتھہ شوقہ سان۔ کتھہ پرٕتھ ہرگاہ شُرٕن ہُند دِل رنٛزٕ
نادونہ آد۔ تمن زندگی ہُند چاوٕ تہ انسانیٚژ ہُند تعشوق بڑھیو۔ بومانہ زہ میون
مقصد سُید پوٗرہ تہ میأنِ کأم کھٕٹرتھ۔

شمبھوناتھ بھٹ علیم کشمیری

گوڈنیُک کتھ

# ستھ شہزادہ

دپان سُو اوس پاتشاہ اکھ۔ تمسٕی آسی ستھ نیچو۔ تِم آسی تیتھ شکیل تہ اصیل زِ ساری لوکھ آسی تہندٕ ثنا خوانی کران۔ پاتشاہ اوس نہ وۄزان کُنہِ زِ تس چھی نادٕ نیچہِ نادٕن وٲلِ ستھ گبر برونٹھ کنہِ۔

اکِہ دوہہ درائے ستہ وٕے شہزادہ شکارس۔ شاہمتہ کارِ پییہ تمن اکھ ڈٲن بُھتہٕ۔ تمہٕ دیوت شہزادن شاف تہ تِم بنے ہوٗنہِ۔ بھتوی تمن ہوٗنہِ شکل گیہٕ۔ یکدم ژٲلی تِم ستہ وٕے بارٕن بالو اپور۔ شہزادن سیٔت یم سپاہ بٔتیر نہ اردلس آسی۔ تِمو یِلہِ محل خانہ واپس ییتھ پاتشاہس یہ خبر وٕنی۔ تس پیو چھوکس نوٗن زٔن۔ پتہٕ کٔن سوزٲی پاتشاہن واریاہن دِشن مٔنز زٕ رٲد متین شہزادن مُنٛد پیٛتہ لگنہٕ ناکوٗنہٕ۔ مگر تہندِس ژھانڈنس دراوُنہ کہنٛی مطلب!

چھیکرس انہ نو وٕ پاتشاہن اکھ جودگر۔ یلہ تمہِ ساری کہانی بوٗز۔ سو دُتھ

پاتشاہس کُن ۔" عالیجاہ! مےٚ چھُ پننہِ جایہِ یقین زِ شہزادن ہیکہِ بوٚڈ آنہِ
ہُند شاف کاسِتھ ۔" پاتشاہس آیہٕ نہٕ پژھ زِ سُو ساعت تہٕ یا بیٚیہ
یلہٕ بوٚئن لالہٕ پھلی پیٚنہٕ نیٚوا چھوٚ بیٚیہ وُچھکھ ۔ سُو ووٚتھ جودگرس کُن ۔" میانِ
شہزادہ ہرگاہ اِنسان بنِتھ واپس ین ۔ یہ ژٕ منگکھ ۔ تہٕ تھاوے
حاضر!"

یپارٕ اَس یہ کتھ چلان زِ ڈٲنہٕ گیہٕ خبر ۔ تِمہٕ ہیوٚت جودگرس
مُقابلہ کرُن ۔ یِمن دوشونی لٔج سخت ٹھمہ ٹھم ۔ اَکھ بیٚیس اکہ قسمک
ناتھ کران اوس ۔ یِیا کھ اوس فوراً تتھ ژٹان ۔ ییتھ تتھ گو جودگر
شہزادن ہُنز انسان شکل بناونس منز کامیاب ۔ اَما پوز سُو ہیوٚک نہٕ
تِمن گھرہ واپس انہِ ناوِتھ ۔ تہِ کیازِ ڈٲنہٕ کوٚر تیوٚتھ جود زِ جودگرس چلیوٚ
نہٕ تتہِ اپور کینہہ ۔ سخت تنگ یِتھ گو جودگر پاتشاہس نِش تہٕ لوٚگ
تس وَننہِ ۔" پاتشاہم! مانتھرہ ہندہ زورہ بنٲوِمٕہ توٚہنٛد شہزادہ
بیٚیہ انسان ۔ مگر یوٚسہ ڈٲن مےٚ موٚدِ یانس لجمٕژ چھےٚ سُو چھےٚ نہٕ مےٚ تِمن
گھرہ واپس انہٕ نِیٚ اتھہ وَتھ دِوان ۔ تمہِ چھُ شہزادن تیوٚتھ شاف
دیوٚتمُت زِ تِم روزن توٚتتام اَکِس زوٚسِ منز یوٚت تام نہٕ تِمن



خانہ رسِیدہ ۔ ییٚتہ چھےٚ اَکھ مُشکل یہ زِ ہرگاہ توٚہندہِ طرفہٕ تِمن نِشہ کانٛہہ
گژھہِ تس ڈیٚنشتھی بنن شہزادہ بیٚیہ ہوٗنہِ۔"

پاتشاہ گیوٚ خوش زِ شہزادن ژول شاف ۔ مگر تِمی یہ باقی
ہن تہٕ پوز تس گو اَندرم شاہ اندری تہٕ نیٚبرم نیٚبری ۔ ووٚ شاترٲوِتھ
پرژھہ تِمی یتہ جودگرسی زِ تتھ زوٚسِ اندر چھا بیٚیہ تہٕ کانٛہہ؟ جودگر ووٚتھس
درجواب ۔" عالی جاہ! اِنسانہ ناوِ چھُ نہٕ شہزادو ورأے تتھ
زوٚسِ منز بیٚیہ کانٛہہ ۔ اَتھ پٔتھ گو پادشاہس بیٚیہ تہٕ زِمی تہٕ لوٚگ
جودگرس پرژھنہِ ۔" بھایہٕ یلہ نہٕ تتھ زوٚسِ اندر بیٚیہ کانٛہہ اِنسانی
چھُو ۔ نہٕ ہنکون اَسی یتہ پتھہ کانٛہہ سوٗز تھ بیٚلہِ کتھ سناکھٕ کرہ ہن تہٕ مُیہر
تہٕ ادہ ین تِم گھرہ پِنن واپس؟"

اَتھ پٔتھ گو جودگرس ژھوپہ ۔ شاید اوس نہٕ تس امہٕ اپور کینہہ
کرنک طاقت ۔ لہٰذا ئیٚ وَنیہ ہے تہٕ وَنیہ ہے گیا!!

پاتشاہ سُید سُخ دِل لوٗل ۔ پانہٕ سیٚئت لوٚگ وَننہِ ۔ یہ چھےٚ
ظاہرا پانس دُشمنہ سنٛز کارستانی ۔ سُو نچمُت آسن ۔ پاتشاہ چھُو
بُدیوٗمُت ۔ نِچُو تہٕ تھس نہٕ ییتہِ ۔ لہٰذا ییٚہ نہٕ پاتشاہ زیر کرنس زیادہ

کنِھ وِقت ! "اَتھ پیٹھ وُچھس جود گر دِلاسہ دِوان ـــــ "پاتشاہم! صبر چھُو بوڈ. کیا پتہ. شھرس تہ ہنٛدِس ماروزہ وسیٚ." ئی وَنان وَنان دراو جود گر پاتشاہس رُخصت ہیتھ واپس.

پاتشاہ تھاو وَتون اَتھی. وُنِ وُچھتو ہمہ ستن بارنین کیا گوو! تم رُودِی وُرہہ پدٛن زُرِس منز رِدنہ زوٗنہ کران. یمو بنا وٲتہ اکھ لرہ ہن. بیہ کمہ ناو نکھہ زمینہ کھاڑ ڈھاءِ مرہ. اکھ وُریا چھو بنان. ییٚھتوئی فصل پیپن ہیوتُن. ہنگہ تہ منگ گئے آتہِ ہاپت بلایا نموٗدار. یمہ ساعتہ بارنیٔ یہ ستِم دُچھ. تمو ہیوت اَنوارِہ اَنوارِہ زاگہ روزُن.

اکہِ شبہ آئے کانسہ کنٛس بٲی سنٛز وٲرِی. اَمہِ دوہہ آس پھل ژٕنڈ ہِش زُدن. دُنیہ ادس کالہ کوئی پہرزہ تس گو ہاپتن ہنٛد صدا کنن. کانسہ کنٛ ڈِ کُر کوم. تمی رٹ ہاپتس سپراد نہ خاطرہ برِشس آئے. ییٚھتوئی زُو نہ گاشس منز تمی ہاپتن ہنٛد سردار وَنئہ کوڈ. کوڈُن فوراً برِشہ کِش تہ لاین تس سہ منز کمبرس. ہاپتس زٕج کوٗنی چکھ نیرِ تھ تہ پوٗت کھوٗرِی ہیٚرن رتھ ہاران لٲٹ.



اَدہ کتہِ سنا یہ ہن باتی ہاپت لبنہ؟



شہزادن لٲیہ ہاپتس کمبرس برِش. تس زٕج کوٗنی چکھ نیرِ تھ

یُوتھوی ہاپت ژٕلی. کانسہ کتھ لاریُو باقی بائن یہ شیچھ باوَنہ. بوزنا کرتھ دِتھس تمہِ توٗرہ. "راتھ کیوٚت نہ باچھونہ ہاپتن لار ژانٛنس کانھ فائدہ. گاش پھوٗلِن. اَدہ گو ہاپت ماتھ ژھانٛڈنہ نیرُن!" راتھاگنہ. صُبحن دِتھی ستوٗیے بارنیٔ تہ دراے ہاپتن ہنٛد ماتھ

ژھانڈنہٕ یَس ہاپتس بٔرِش لٔجمژ آس سُہ پیارٕ ژُلمُت اوس ۔ تیٚلہِ آس
دَتہٕ رَتہٕ دھار لٔجمژ ۔ یمو بارنیوٚرٕٹ سوئی آینہٕ وَن ۔
داتان واتان وأتِ تِم گوفہ اَکِس نِخہٕ ۔ ایتہٕ چھُے وُچھان رَتہٕ
دار گوفہ منٛزٕ کأمژٕ ۔ کھوٚژرِ کھوٚژرِ ژاے تِم اَتھ گوفہ اندر ۔ بروٚنٛٹھہ پأنِن
پکھ چھُے وُچھان اَکھ سَنہٕ کھوتہ تہٕ سوٚنٛ نوئی چاہا ! اَتھ اوس نہٕ ژٕرٕکوئی کُنہٕ
لبنہٕ یوان ۔ سَتہٕ وےٚ بارنیٚ گٔیہٕ ایٚتھ روٹہٕ ۔ سوٚنچان کرِتھ ہیٚر دوٚیشنٛ
کٔن شیٚشہٕ بارنیٚو بروٚنٛہہ پکنہٕ نِشہٕ کھوٚرئی موٚرن ۔ مگر کأنسہٕ کٔٹہٕ دِژِنکھ نہٕ اَتھ
دَتھ ۔ سُہ وُٹھک ۔ اَسہِ یِژہٕ نہٕ پوٚت ہیوٚن ۔ بامےٚ کیٚھنہٕ تہٕ سیدٕ تَن !!“
زیٚوٹھ بوئی لوکُس پرٕژھنہٕ ۔ ”ژٕئی وَن ۔ کیا گژھہ کرُن ؟“ سُہ وُنُس درجواب
”رٕزٕ اَو سٕئٕ تراوِ یتھٕ الوندتہٕ بٕ وُسہِ کِژٕ تمِ چاہس !“ باقین گٔیہ یہ
بوٚزِتھ لارن ہِش ۔ آخر وُنُس بوٚڑوی بوےٚ مُبھٕ تہٕ وُنُنس ۔ ”اَدہ یا
یتھ رِنسس چھا وونت کوٚنہٕ رِژہٕ کیاو اَتھ کوٚنہٕ آنتھس تہٕ توپتہٕ یکھ
پھیرِتھ تورہ ؟“
یہ بوٚزِتھ کھوت کأنِس بأئِس سخ خشم ۔ سُہ وُتھ تمِن کُن ـــ
”اَدہ سہ مےٚ دِلوٚ چاہس وٚسنکُ اجازت ۔ یمہٕ تہٕ سٕئ نہٕ سُنادٕ گوس



تہٕ گاسُہ ۔ مےٚ چھُو جاشوکلا گژھُن تہٕ پَنٕنٛز بٔرِش واپس انٕنٛز ۔
تمہٕ سندٕ سٕتھ وُچھِتھ لوٚگ نہٕ باقین رٕز بنا ونس چارہ ۔ مُختصر دَوٕتھ
کأنسہٕ کٔتھ چاہس ۔
وَسان وَسان لٔگ تمِس اَکِس جاے پتھرٕ سیٚت کھوٚر ۔ اَتہٕ کھٕلیو
تَس گاہ ہیٚو ۔ وُچھان چھُو ۔ کھلہ جاگا ہا ۔ اَیتھ اندر دورِ پانن سَریہِ
ہنا اَکھ ۔ بیٹھوی سُہ اَتھ سرےٚ نِخہٕ ووت ۔ اَتہٕ وُچھِن ۔ ساری لوکھ
وَدان تہٕ رٕوان ۔ پرٕژھان پرٕژھان ننیوس زِ اَتیوٚک پاتشاہ
چھُو مرنہٕ سَر ۔ شہزادہ لوٚگ وُکن وَننہٕ ۔ ”مےٚ واتنا اَوٕ پادشاہس
نِشہ ۔ دیوٚہ بٕ ٹھیٚک کرِتھ ہیکہٕ ۔ تمِ وُنِس ۔ ”یِنوہےٚ تہٕ چھُو افسوس
زِ تَس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ وٮ۪د ۔ حکیم یا ڈاکٹر ٹھیٚک کرِتھ ۔ سوےٚ بلِہ تہٕ فقط
تنِدٕ وٕیس ۔ یمہِ تَس تھرِ گنڈِس بٔرِش چھےٚ لأگمژٕ ! اَجِنٛز وُتھکھ ۔
اَدہ سہ ۔ تو تہٕ کیا ہرج گژھہِ ۔ اگر مےٚ تو پاتشاہس نِشہ
واتنا وِو ؟!“
مُدعا اَو شہزادہ پاتشاہس پیش کرنہٕ ۔ پاتشاہ اوس تمہٕ
ساعتہٕ پلنگس پٮ۪ٹھہ مُبھٕ بوٚن کُن کرِتھ ژٕرنگ دِوان ۔ تہٕ کیا زِ

تَس اَس تھٕر کنٛدس بَرٕش سیٛد ٹمیٖر۔ شہزادَن ٹھوُئ بَرٕش وُچھ۔
تمٕ پرزٕ ناوٕ سُو ییٚتہٕ زونُن زِ یہ چھُ سُوئ ہاپت سردار۔ خیر پاٹھٕ کرٕتھ
لوٗگ سُو تس دَنٛنہٕ۔ "عالی جاہ! یُوا گرامٕہ عذا بہ نِشہ تو موکلاوہ
مٕہ کیاہ ترٕہ؟" پادشاہس اوس ملک الموت زَن برونٛہہ کنہٕ
ایستادہ۔ سُو دُپٕس۔ "یہ ژٕ منٛگھ تہٕ منظوٗر!!"

جوانن دیوت بَرٕشہٕ درسہ۔ سُو آیہ یکقلم نیٚبر تھ۔ تہ پتہٕ پوٚر
کاَنسہِ کٕٹ بأیٕ گیا تام مأنھرتہٕ وُچھان وُچھان آیہٕ پاتشاہس
چھوٗکس انگ۔ پاتشاہس آیہٕ نہٕ پٔژھ زِ موتنہٕ اَسہ تلہ موکلیوس!

امِ پتہٕ کوٚر پاتشاہن پننِس بچاوَن وأٚلس شُکرانہ۔
دوپنس "وَن جوانہ! کیا گژھی ژٕ کھ؟"

سُو دپھس "پاتشاہم! بوگژھہ پننِ گرہ واپس واتُن!"

پاتشاہن دپس "تتہ تہٕ چھا دٕ ٹیٔ! بوکرہ تمٕہ باپت ضرُور
انتظام۔ مگر فی الحال چھک ژٕ میون پوژھ۔ لہٰذا پزِ مٕہ چھوٗن
خاطر کرُن" دونان کوٚر پاتشاہن اتھہ سٕت اشارہ زِ آتہٕ
گیہ محفل شرُوع۔



پاتشاہس آسہ پانس سٕتھ کورٕ۔ حکم سپُد زِ یِژھس رٔنز ناوُنہ
خاطرٕ گژھن از پادشا کورِ پانے رقص کرنہٕ۔ ونَنہٕ چھ اَس تار
زِ محفل سپُز گرم!

نٔژرُن تہٕ گییوٗن موکلنہ پتہ پرٔژھ پاتشاہن مہمانس "وُنۍ وَن سہ
چون خاش کیا چھُو؟"

شہزادَن زون موقعہ غنیمت تہٕ وُتھ پاتشاہس درجواب۔
"عالی جاہ! اَسِ چھی سٕتھ بأی۔ بوچھُس تمو منزٕ کانسہ کوٹ۔ میأنۍ
خواہش چھے زِ پاتشاہ کورِ سٕتھ گژھن اَسہِ بأژئن شٕتن
باگرِ ینہٕ"

پاتشاہن ووٚنس "منظوٗر۔ زوٗ بچاون وألِ سنٛد پرٔتھ کانٛھ
دَرمہٕ تسلیم۔ اَما پوز کورِ ین پرژھن چھُ ضروٗری۔ اگر تمو آنکار کورتہ
بجا ہیٚتر۔ نتہ پیہ مٕہ توہہ بیہ کیٚنہہ منگنگ استدعا کرُن"

خیٚر۔ اوٚت پیٚٹھ دأژرٕ نہ وأرِی۔ پاتشاہ کورِ یو کوٚر مألِ
سنٛدِس وَننس پیٹھۍ آنکار۔

دوہ کھنڈ گژھ تھ دراے سٕتہ وۓ بینہٕ کأنسہ کٕٹس شہزادس

سیٹھ تل پاتالہ پیٹھ بوترائڑن ۔ دتھ اس تمی چاھہ کن پیاری شہزادہ
اڈت ووتھمت اوس ۔ ہیوٚر کھسنہ چہ جاۓ کرٕ شہزادن رزہ زیر
ہیرہ گیہ باقی بانن ستھ زہ ظاہر آے بوۓ واپس ۔ پتھوی تمو رزہ
درسہ دیوت اورہ کھنر حورہ پری ہش زنانا آکھ ۔ تم گیہ ہو برہ
کارن زہ اما یہ کیا ! تتھوی وٕژھ پاتشاہ کور تمن کن زہ رزترا اود
بیہ بون ۔ بیہ تہ چھی کیتھرینہ وال ۔

مختصر کتھ اکہ اکہ ساری ہیور تہ کانسہ کٹ شہزادن بود بھائن
سورو اد حال ۔ تو پتہ گیہ گھرہ یتہ تمہ پانے پانس نیتھر کور ۔

ایتین کالس اوس بیار پاتشاہ سند شہر زورن منز آمت ۔
تمی اوس فوج سو بنرتھ نوتوان تہ غم زدہ پاتشاہس سیٹھ جنگک
اعلان کورمت ۔

قدرتک کرن زہ اُتھی اتھاہس منز پییہ شتہ دۓ بارنٕے
گھرہ داتھ ۔ پیٹھہ نوشہ شتہ مرہ پتھ ۔ پتھوی پاتشاہس تہ رانیہ
پیتن لالہ ہل شہزادہ بردنھ کن داتھ ۔ ادہ متہ بوز تو زہ تم
کوتاشادیپن ۔



گرہ داتین واتن زہ شتہ دۓ گندر درائہ باغی سردارس
مقابلس ۔ بیار گیہ ساری ملکس خبر زہ باغی سردارن آس ڈاٹھ سیٹھ
اٹ کرتھ پاتشاہس سیتھا ٹھمتز ۔ یہ بوزتھ گیہ لوکھ تس سخ دیھرہ تہ
چھیکرس ییو تس ژلنک پاۓ ژھانڈن ۔ مگر شہزادہ ستھ کتہ ترا دہ
ہن تس قصاس ہینئے ۔ تمو ادن سو گاسہ رزکرتھ پننس مالس نشہ ۔ سمہ
سو تہ تہ ڈان تہ مارہ واتلن حوالہ کنر ۔

امہ پتہ کور پادشاہن شاہانہ سال ۔ درستس ملکس منز آیہ شادیانہ
کرنہ ۔ پاتشاہس ژول زنمک شاف تہ وسواس ۔ ادہ پتھہ پاٹھو
تم نوے رہ تہ پھولہ ۔ تتھے پاٹھو پژھتن ملکس تہ خلقس سان اسہ تہ
پھولن تہ نون ۔

---

دوٚیِم کتھ

# نائدہ سنز ماش

سُو اوس اکِس گامَس منٛز نائدا اکھ روزان ۔ تمہِ سیٚ اُس
آشِن ہنا ترٛوش پاہَن بشُرا کوٗٹا اوسکھ نہ کینٛہہ ۔ فقط
اُسکھ گاوٕ ہَن تارہ تہ نکھرہ ہنا اکھ ۔ گذارہ اوسکھ گامَس منٛز
اکِس بیٚیہ سندِ یٕ کھوتہ جان ۔

نائِدٕ باۓ اوس طمع زِہ مٕہ گُرھ ماشہ ہنا تہ آسُن ۔ اَمیٔ کِجی کٔری
تمہِ نائید پونٛسو جمع تہ دوہہ اکہِ لیٛج خاندارس وننہِ ۔ " چھُوٚنا صلاح ۔
دِنِ گُرھک ترٛہِ ماش اننہِ ؟ " سُو وُتھس درجواب ۔ " میانٛ چھا تار ۔
اَنتہ ہارہ ۔ پگاہ بیٚیہ ماش گھرہ دا اِتھ ! " نائید باۓ اوس وننٛوۓ
اوت زِہ سوٗ وُژھہ تہ کرٕن روپیہ ٹھیٚلِ رائِس حوالہ ۔ طے سپدُ زِہ
صبحُن گُرھِ ووٚسِتہ بازر ۔

پگاہ یمہِ ساعتہ نائیدس نیرُن اوس ۔ تمہٕ بروٛنٹھ پاہَن گٔگ

بہت عمدہ کتاب ہے
NO DOUBHT OF COURSE:
without any Saying.

دۆشوٕے بأڑِ پانہ دٔنٛی کِنھ کرٕنہٕ زِ مأشَس موٗلِ ہیٛنہٕ سیٛت کوتاہ فائدہ بنِہ ۔

زنانہٕ دۆپُس ، ” کٔنِ مأشِس دِیہٕ سارِوۍ گأوو کھوتہٕ زیادٕہ دۆدٕھ ۔ پٮ۪ٹھہٕ چھُو مأشہٕ دۆدٕھ ہیٛوت پۄٹھ تہٕ موٚٹ آسان زِ تٔتھ چھےٚ گأو وۆدٕھ کھوتہٕ دۆگن ٹھٔنٛجی یوان ۔ “

نأیدن یُہ گوٚو یہ کُنھ بوٗز ۔ تس زن پیٛیہٕ منٛتٔرشٕ کُنھ ژٕ نتس ہُولُک آشٕنہٕ ونٕنہٕ ــــ ” وُچھی ۔ وقتس پٮ۪ٹھ گٔیہٕ شُم کُنھ مُشِتھ ۔ یِس گرُس بَچہٕ ۔ تھٕ کیا چھُو اسہٕ کرُن ! سۆدِ مۆرِ رحم چاچہ نیٛن ۔ “ تٔمۍ یُوتوٕ ادٕت وُنی زہ وۆستہ بأیۍ آٔس کھیٛنہٕ زٕن ۔

” نہٕ ۔ نہٕ ۔ گرُس وُرس پأتھی نہٕ کیٛنٛہہ ۔ سُوچھُو مٔے مالیٛون سوٗزُن ! “ نأیدس کھٕژ ڈنکس دِرہہ ہش نگرٕ ژٕڈٕ ی کرٕنٕ ۔ پٮ۪تہٕ وُننس طنزہٕ سان ــــ ” میاںٕ اَشنادٕ آسَن ظأہِر اسمانہٕ ہیٛمیت ! ! “

” بوٚ کیا زانٕے ؟ “ دٕژٕھس نأیدٕ بأیۍ وزان وزان ۔ ” مٔے چھُو تٔلۍ مالنیٛن وُنٕمت ۔ بوٚ آسوٕہ گرُس سوٗزان ۔ یلہٕ اسہٕ گوڈٕے مأشس ہٮ۪نٛچ کُنھ تٕجےٚ ئہٕ ۔ “



وۆستن گرہ پٮ۪نٕٛن کٕن ہنٛزٕمی تہٕ دۆپنس ۔ ” اچھا تیٛلہ گو اوڈ گرُس رِحم چاچہ نیٛن تہٕ اوڈ چانیٛن مالِنیٛن سوزُن ۔ دۆشوٕے روزَن راضی ! “

دۆستہ بأیۍ آٔہ ہوٚڑ ۔ ” حاشوکلا ۔ گرُس ہے سوزُن تہٕ چھُو سُہ چھُو سورُوے مٔے مالیٛون سوزُن ۔ “

اَتھ پٮ۪ٹھ کھوٚت نأیدس سخ جہل تہٕ وُتھس ــــ ” بوٚ تہٕ وُچھ ۔ کُس اَنہٕ سٕتھ کلیٛس گرُس اَتھہٕ لاگِہ ! “

زنانہٕ گرُس ٹٕچہٕ ــــ ” او ہوا بڑھ آہم وٕنِ رعب باوٕ نہٕ یِم کھرٕ وکھ گرٕھن بیٛیہ کأنسہٕ ہاوِن ! “

نأیدٕ وُتھس ــــ ” ہو رہیٚ کرہٕ نہٕ ژھوٚپہٕ ۔ آٔم خبر کوٚسہ کونڈل دابہ ناوٕ نہٕ ! “

نأیدہٕ سُند یُوتوٕی وُنُن زِ ہیٚتو وۆستہ بأیۍ مُچھِ مُچھِ دِن ۔ ” وُنِ گیا شوٗٹھ کونڈل ۔ ہٹس کأنٹہٕ دِیٕ دِیٕ سُبزٕا وِم یِم کیٛنٛہہ ٹٔنٛکی ۔ بلأیہ نےٚ اَمِس مأشہٕ بییہ ہے ۔ یہٕ بےٚ ذِکرِی ماسپدٕہ ہٮ۪م ۔ “

نأیدن دِژُس ہیٛنٛن کٕن زُرکِہ ــــ ” مأشہٕ کیاز ہیٛیہٕ بلأیۍ ۔ ژٕ چھا بہٕ ناراحت کران ؟ “

نائد بائے وُڈھس ـ تیوتھ راحت کرتئے تمۓ ـ یہنزہ چھپہ چھک
لوگُت ـ ئی ونان ونان تہ گیئہ دوشوٗئے باڑ نار ونار ـ یوتام تہ وُڈھ حملہ



یوتام تہ وُڈھ نائدس تہ نائد بائیہ پانہ وانئہ ٹھم

دَل اَدہ متہ بُوزِ تو تموٗن کیا تہ وَکھن کوتا ـ محلک محلہ آوٗ ژٔسِتھ! اماپوٗ
باڑن دوٗن چھنہ رپورٹ کرنس تہ کا نھ پوشان ـ یوتام تموٗ خفہِ
تہ ملہِ ناؤ ـ



چھکرس آؤ اکھ گاٹلا تمن نخہ ـ سُو اوس تہند ہمسائہ ـ تس آس بلکہ
تہنزی ژرہ سیئت لڑ کرِ کھادتھ دوٗتھ سہ تمن کُن ـ

"تلہ بابہ پاسِ خدا دِیٔ تو گو ڈتھ میأنس نیانس اندر بوزِ ژوٗنی
تھأوتو تامت پچہ تأیٔ!"

نائد تہ تسنز آشن گیہ یہ بوزِتھ ہوٗرہ کارن تہ ٹگی دوشوٗئے تسی
کُن وُچھنہ اما یہ کیا دنہ ـ

"تلہ سہ حال دِیتو مئہ لبہ ہنزہ بارہ!" ہمسأیی دأرِ نکھ اتھہ ـ
دوشوٗئے باڑ ٹگی تس کُن مُدٔ وُچھنہ ـ گوٗنٹھ ہیو گیئہ رُوزِتھ ـ آخر
مُرژٔ نائدن آس تہ پرژھنس ـــ کمہِ سہ لبہ ہنزہ بارہ؟"

"یہئے ہسہ یُس دالہ نأو وُوٗم ـ تقصیر کُس اوسم کھوتمت؟" ہمسائہ
سندس یہ وننس پیٹھ گیئہ دوشونی باڑن عقلہ بقل ـ تمن توگ نہ ونُوی کیھنہ ـ
چھیکرس کوٗرو وسہ تہ نی ژٗورہ جگراہ تہ لوٗگس پرژھنہ ـــ

"نایارہ ژٔہ ونان کیا چھک ـ سوٗلب کمۂ وأج چأن؟"

بُرھہ تحملہ سان وُننکھ ہمسائن ـ "توہہ باڑو دوپُو نہ سہ وأج نہ ـ
اما پوٗز ڈنڈ کھسہِ توہیٔ!!"

"تہِ کیازہ؟" رۄنکھ ہیوٗ کرِتھ لگس دۄشوٕے بأتر پرٛژھنہِ۔

"آ۔ بوٗ کرہ عرض" درجواب وُتھکھ مردیا دم۔ "مأشس اُسا تۄہیٚ
کُنہ بییہٕ کانٛسہ ہنٛز گھر دِوان دِوانی وأجن میانہِ طرفٕچ لب۔ ون ہے
تقصیر کَس چھُو؟"

"مگر اسہٕ ئے مأشی چھے!" یہ ژول وُتسس تہ تسنٛزٕ یہ آشنہ
بےشونکی پأٹھ زیٚوٚہ نیرتھ۔

"تہ گو مأشس چھے وۄنہٕ گھرہ واتنٕ تہ ٹوپ کھنٛزنس چھے وأرِ
دأژمژ!" یُہتوی مردیاد ئی سٕنٛز یہ کتھ حق ہمسائو بوٗز۔ تمو ژھنٛن ٹھاہہ
ٹھاہہ کرِتھ نأئدس تہ نأئد بائہٕ پٹھ اُسن۔

دۄشوٕے بأترن گیہ ژٕس کنٛثر۔ کلہ بۄن کُن ژھنِتھ دراو
نأئد ژھوٗپہ دپہ کرِتھ نٕیبر تہ نأئد بأی گیہ رأسہ پأٹھ وُزبرس کُن۔
وپان آسہِ ہے۔ وۄنِ گو ژھم نہ وُچھنوٕی کانٛہہ۔

---



تژُم کتھ

# آلٕتھ دٕ

سوٗ اوس اکھ شخصا۔ تمِسٕی اوس مُلکٕچ آلکسن نال زن
وُلت۔ پتہٕ اوسُس عقلٕہ نأوِ تہ خدا سُند فضلٕ۔ مگر مانان
اوس پانس افلاطوٗنس تہِ کھۄتہٕ زیرک۔

دۄہہ اکہ دراو سُہ بتہ ہنا کھٮ۪تھ بوٗنہِ شہلس آرام کرنہ۔ اتہ
تراوٕن پھتہ پٹھ کپڑا درہ رگأ ویا وأہرتھ تہ تراوٕن لرِ ہش منٛز
منٛز ژھوٗ بوٗنہ لنٛجن کُن نظراہ دِوان تہ پانسٕی سٕیٹ آسان۔

اکِ أرٕ پۄک اسٕنٛزِی کمہٕ ہندِ یا کھ زوٗنا۔ سُو اوس تس جان
بأتھی زانان۔ اأسی تم دراصل اکِ جنٛدٕکی پیوند۔ یُہتوی وتہ گٔت آلٕتھِ
یارٕس نخہ ووت لوٗگ تس ونٛنہِ —— "اتھہ ہبا دپان دِئہ سُند
دیوٗن! بختہ بوٗڈ پھکُک! کرِتہ بوٗنہ شہلِس آرام؟"

سُو وُٹھس تورہ برۆڈ کرِتھ۔ "ژٕ کمِ باغمن چھکھہ ژۆ ٹمُت؟ ٲژ چھک زیٖرٕ ٹھہ تلان۔ ژاد رہے کھلہ چھےٖ۔ وۆلہ تراوتہ ژٕ تِہ لَرٕ منٛع کوریہ کانٛسہ؟"

تُمسنزٕ زیوٕ کڈنہ چی یاژ اَس تارزِہ دوٕمِ مُست الوجُودن تِہ دیوٚت وَراز۔

برٕنزِ کھنڈِ ٕتج گوڈنِک یارَن کتھ۔ زَن تہ منطقُ اوس دَگان۔

"خُدا صأبن کریمی تہ ہباچھے عجبیٕ۔ اَتِی تاف تہ اَتِی شہُل۔ گرٕھس خوشی۔ رُودہ شانہِ ژُھنہِ وأنتھ۔ گوس کیٖنٛہ وَر۔ ادہ چھُو گرٕشمہ سیٖت کنِہ تام پھاڑ وان!!"

بیہٕ زٕنی گلِہ نوٚ کلہ۔ زَن تہ سُو وَنان اوس۔ پوٚز چھُو۔ پوٚز چھُو!"

اَمہِ سیٖت لیج گوڈنہ کسِ کھرن تہ ہنادَم دِتھ لوٚگ وَننہِ۔

"تُسنزِ بارگاہس چھا مۆلہ وُن کیٖنٛہ! اگر ٹھیس مرضی۔ یمن بونہ وُتھرن بنادہ ژوچہ وُرِ تہ یتھ ناگہ پوٚکھرہ سنٛدِس آبس ژُھنہِ گنوٚ بنأوِتھ!"



اَکھ اَتھ چھُو بیٖس وَنان۔ "اللہ سنزٕ کریمی کیا چھُو مۆلہ وُن! مرضی ہے گرٕھیس۔ اَچھ ٹِہ واہرس منٛز بنادِہ یمِن بونہ پنہ وُتھرن ژوچہ وُرِ تہ یتھ آبس گیٖوٚ.......

بیٖس آ اَتھس ہوا اَسس پوٚنٛز۔ وُٹھو پیٹھہ زیوٕ گمہ ناوِتھ وُتھ سُو یارس کُن۔ "تیلہ ہا چھُوسے بوٗتہِ تتھ شریک۔ یتھنہ دغا دِتھ؟" زَن فرمائشی کُلچہ پرونھٹہ کنِہ کھینہ باپت ڈولان اَسِی! یارس گو برمٕ زِہ ژوچہ وُرِ تہ گٔو چھُو حاضر۔ سُو وُتھ سنٛی سَند پاٹھ

تَس کُن ــ "بے شک بے شک ۔ مگر گوٚپیٚیہ گَتٕل وَرتاوُن !"

دوٚمِس زُنِس زَن لجِ چوٚٹن کرتھ چھاتھ ۔ سُو دُپھس ۔ "ایژِ یاژ تہٕ چھے مےٚ چھاں کھۄر اتہٕ کیا گو گتٕل گۄو ورتاوُن ۔ دیٖوٗل چھا کڈُن ؟"

گوڈنیُک یار لوٚگ تَس ٹسنہ ہِوکرنہٕ ــ "یتھ ایتِس گۄدُس کیہو چھُوےٚ یتہٕ کرُن ؟ کِنہٕ کلہ بوٚزیٖ گرٕ ژھسہٕ گرٕ ژھن ؟"

شمٕریارن وُنس ۔ "گۄ ناگ پوشہ یاژہٕ اَتوٗل تہٕ بے توٗل ورتاونہ سیٚت وانِسہ ؟"

سخی یار وُپھس درجواب ۔ "اَدہ سہ تہٕ یہ ژےٚ خوش کرےٚ تہٕ کر ۔ بوٚ کھیمہ بیٚنیٖ انمانہ گیوٚہن !"

"گوٚنا شوٗٹھہ سےٚ کمہ کھا اَشِس کھش !" تس کھۄتہٕ سخ ژھکہٕ تہٕ لوگ پھُوٗ تکنہٕ ۔ گوڈنیُک آگژھ وُپھس ۔ "آہنو ۔ میاں کِن چھُویا روک ! ژہٕ تہٕ کھےٚ تہٕ سٹھاہ سٹھاہ ۔ یُت کنجوٗس کیا زہٕ چھک لاگان ؟"

تَسُند یُو توےٚ ادت دَنُن زہٕ ادہ مَتہٕ بوٚزِ تو بیا کھکَن رُنن لوٗگ کھسنہٕ ۔

"بوٗچھسا کنجوٗس ! کنجوس ہا چھُوےٚ بَب چوٗن ۔ بوٗہا چھُس عقلہ



وزیرٕ ۔ چھاں پاٹھۄ چھسار فہ تباہی ۔ اَن مناتہٕ کرٕ فنا ۔ تو ےٚ چھےٚ نہٕ کو نہٕ پورٕ ےٚ پیوان !"

گوڈنیُک تہٕ کوتا تاب کرہ ہے ۔ آےٚ تمس تہٕ پٔنن کھر آہنگ ۔ ہیوت تمہٕ تہٕ فلکن کھسن ۔ "ہیو بوٚ چھسار فہ تباہی ۔ تلابیٔہ وَن ۔ یہ دندہ دوٚٹ ژھٔنےٚ دٔنیہٕ یتھ چھا نھ ادتہٕ دُلمت ۔ گرٕ ژھےٚ نہٕ دفع !"

"دفا گژھ ژہٕ !"

"ہورہےٚ کڈِس زیو مولہ !"

ئی ونان ونان ہلہ ناو تمو یہ تھی جھنجِ ۔ اَکس آےٚ گلِس مُش تہٕ پھوٗٹ تَس اٹسہٕ کِن رَتھ ۔ بیٚیِس اَلے ےٚ دندہ مال ۔ دوٚ نوےٚ چھی چانٹن تھف کرِتھ کیاہ تام وو ران !

اکھ ساعتہ پتہٕ آیہٕ رتہٕ گتھ جوراہ ۔ تمو یام زٕنی زہٕ ژوان وُپھی تم آےٚ رٔپورٹ کرنہٕ ےٚ ــ "نسہ دلیل کیا گیہ ؟ توہہ چھوٚ وہ پانس خناس کورُمت !"

شمری آگژھ وُتھکھ ــ "یہ ونہٕ راوُک ہسہ دپان ۔ گۄ کھیوٚ گتٕل !"

وَنہ گت گئہ ترٛنٛ تہ ترٛواہن۔ تِھتھے وُتھ سٕتی کاہِل "کٔس سہٕ کنٛجوٗس
جہان سُند ژھیوٚٹہِ بوزان۔ اَمسٕندِ کِنِ گرٛھہٕ ژوٚچہِ وٕرٛس گَنٛولاگ آسٕن!"
دوٚشوٕے مُسافِرٕ لٔگی اَکھاکٕس کُن وُچھنہِ۔ ظاہرا توٚرُن تمِن کٔھنہٕ تہِ فِکرٕ۔
ترٛہٕ ہنٛکھ تہِ کیا۔ تِتہِ اوس کیا۔ مُدعا لٔگی تمِ مٔنٛزٕ پرٛژھنہِ ـــــ
"نابانوٗ ـ آخرِ تمِ ژوٚچہٕ وٕرتہ گٔو چھُو کتہِ؟"
ڈٔکٕس درٛہ لدِتھ وٕنیہ دوشوٕے آلٕڑھمِن کُن ـ "کتہٕ سہٕ گرٛٹھی آسُن۔
دِپان زٕ نٕ اَس۔ اگر خدا صاب یمِن بونیہ وٕتھرن ژوٚچہ دٕرتہ یتھ ناگہ پوٚکھرٕ
گٔوبناوٕ۔ تیٚلہ کٔھتہِ پاٹھ ورتاوٕ سوٗ آسی!!"
وَنہ گٔتنِ فٕچہٕ یہ بوٗرتھا آسی اَسیِ کانہٕ۔ تو پتہ وُنہ ہکھ ـ وُچھُمت
ہبا چھُو عجائبات۔ اما پوٗز تو ہٕیر ہیو گو نہ کُونٕہ نظرٕ! اَدٕ باخدا کرُنو پٔنِنی
یاری۔ نتہ چھے نہ یور کانٛہہ باتھ۔
یہ وٕنِتھ ہیچوٕ مُسافِر پننہ وَتہِ درای۔ آلٕڑھیو دوٗ وٗدٕرٛ آسہ پاٹھ اکھ
اکِس کُن نظر۔ تو پتہ ترٛوٗکھ دوشوٕے زٕ نیو ٹھابہ ٹھاہ کرتھ آسُن۔
شائد پیٚیہ تمِ تِلِنٛس زٕ اسیٔہ ماکٔریہ سراسر احمقازی۔

ــــــــ:ــــــــ



ژوٗرِم کتھ

# کرالہ کوٗرہ ہُندگاٹہ

اکِس گامس منٛز اوس کرالہ گھرا اکھ۔ سُوٕے اوس باٚژو بوٚروٚت
گرٛبٕس گھرہ گھرٕک زیٚوٹھ اوس شٔیٹہ دُہر بُڈھ۔ خاندانٕ تسٕنٛز تہِ اَس
سٕٹھاہ وٕانسہِ۔ ونِ اوس گھر یوٗک بار زیٚوٹھ ہیو نیچُو ییتراوان۔
سُہ تہِ اوس نہ کیٛنہ لوٗکٹ۔ تیٚم اوس پانٛژاہن کھوٚرژدِ نمت۔
تسٕنٛز آشیٚن تہِ آس ژتجہ ہہ ڈٔجمِژ۔ یمِن باٚژن دوٚن ہُند
شُرِ مُرِ ئہ تہِ آس پرٛتھیٚمت۔ مُختصر اوس کرالہ گھرہ باٚژو کِن تہ بوٚڈ
گھرہ تہِ آسہٕ بسنہ کِن تہِ آبادگھرٕ۔
تمِن آس کوٗرِہ ہنا اکھ۔ سوٕے آس ماجہ ہٕنٛدِ رِہہٕ رِہہٕ کِن
کیٛنہ ہٕچھنہٕ ناوِ موٗکھاسیٔ روٗزمٕژ۔ بھتہ یٔسا کھ اوسکھ نہ زٕرہ تاوِجیٚن
لگہ ہن۔ کوٗر آس ماجہ ٹاٹھ آسٕتھیٖ۔ اما پوٗز نان۔ بُڈبب۔ پیٚتر۔
پٔچھنہ۔ بأی۔ بیٚنہ کاکنہ۔ ساری آس تس سٕٹھاہ رٹِھان۔ ادٕے

روز سۆز یادۓ پاہن بوٗٹھ ہِش۔ بیٚٹھ اوس کھُر یہ زہ سۆ
اَس پانس دانائے دٕہر مانان۔ دو باچھوٗ بنان۔ کرالہ کوٗر لیٛج براندس
ڈوٗن پھش دِنہ۔ ماج اَسس تمہٕ ساعتہ یارہ بل گامژ۔ ڈوٗن پھشا
پھشا چھے دِوان زہ اندریٚ ہیوتُن پانس سیٛت دٲرِ اوٗن۔



کرالہ کوٗر چھے کمن تام غوطن گٔمژ

"کاش انصیبہ واجین چھس بو۔ نانِ بُڈی بب تہِ موجوٗد۔ مٲلِس ماجہ



لبِس بلائہ۔ تم تہ حالئے حیات۔ بھٲئی بیٚہ کاکنہِ۔ بیٚتر گتہِ انگ
اشنا دسارۓ نخہ نخہ موجوٗد۔ وُن اگر نیٚیتھر تہ مۓ یُتھی گامس منز کرنہ
ییہ ہے۔ تیٚلہِ اوس نہ مۓ ہیو باگہ دان درِیں سمسار بیٚہ کانھہ!"
مگر سیٚتی اَس یہِ خیال تہ — ہرگاہ زن کوٗنہِ وۄپر گامس باگۍ
اَس تیٚلہِ کیا سنا کرہ بوٗ! بوٗ ہیکا مٲلِس ماجہ۔ نانہ بُڈی ببس۔
بانِ مۓ تیٚن تہ انگن اشناوُن نِش ژھنہٕ ژُھن ژالِتھ؟ یُی سوچان
سوچان ہیتِن تس اَشِ ٹارین۔ بُرُنز کھنٛڈ گوس بیٚہ اُتھی خیالس
زہ ہیوتُن تھدہٕ تھدہِ وَدُن۔ "بوٗ۔ بھاۓ میانیو۔ ماجی۔
کوتوٗی گژھہ مۓ ترٲوِتھ!" اَمہِ پتہ ترووُن وارہ کارہ اَتھہ منزہ
لُژھل تہ لیٛجی باکہ ژھٹنہِ۔

اِتیٚس کالس پھیٚر بُڈ ماجی یارہ بلہ واپس۔ تمۍ یُتھوی کوٗرِ وُچھ
دان سۆتہ لیٛج بُھتہ بُھتہِ دِنہ تہ وَچھ رٹنہِ۔ یُمو ماجہ کورِ یوٗتُل سۆ
ہوٚی زہ ہرہ دِتھۍ بُڈھہ بانژہٕ تہِ۔ تمو دۄپ کیا تام سُپد تہ
لگی تم تہ وَدنہِ۔
کرٲکھ گیۓ تیٚژ زہ بٲی بیٚہ کاکنہِ۔ بیٚتر گتہِ تو پتہ حق ہمسایہ

ساری آیہٕ وَدان تہٕ دوران کرالہٕ آنگن ۔ مگر سُوی اوٚت واتان
اوس سُوی اوس پشنہٕ تہٕ دئینہِ بہان ۔ یوٚ تام وقت سٹھاہ زُراو
تہٕ وَدان وَدان لجہ رگہ تہِ ژمن ۔

چھیکرس ووٚتھ اکھ زٔنانہ تلہ کینہ بئیس مہنوس کن ۔ " نا ۔ مین
گوکیا ؟ اَسی کہوزہِ آخر سارِیٔ وَدان ؟"

سُوبھس تورہ درجواب ۔ " مےٚ چھا خبر اعالماہ وچھم وَدان
تہٕ بۄیہ گوس شامِل ۔"

موٚخصرِ لیٔ وٕنِ پرژھہ گأر ۔ اما پوٚز یمہٕ سئی پرژھان اَسی سُوی
اوس ونان ۔ مےٚ چھے نہٕ خبر ۔ واتان واتان واٚرثہٕ یہ کتھ تَسندٕنی
پیٚتریٔن تام ۔

تِموٚ تہٕ ووٚن زہِ اَسہ چھے نہٕ خبرٕ ۔ چھیکرس آیہ کورہ ہندیٔن
بھائن پرژھنہ ۔ یلہِ تِموٚ تہِ دوٚپ زہِ اسیٔ چھوٚ نہٕ کہنیٔ پتہٕ ۔ اَدہ
ہیوٚت لُوکو تعجب کڈُن ۔ مگر سوٚنچکھ ۔ دیٚوہ مین خبر آسہ نہٕ مختصر پیٔیہ
کورِ ہنزہ ماجہ پیٚٹھ کتھ ۔ سُو دُرژھ ۔ یُہتوُی بُو یارہ بلہ بیہ پھیرس ۔ تیہٕ
وچھم کور وَدان ۔ مےٚ تہٕ ہیوٚت وَدُن ۔



آخر پیوٚ معاملہ سُوروُئی کورہ پیٚٹھ ۔ ساریٔ گٔیہ تس کن مُدیہٕ وُچھنہٕ
زہِ خبر کیا ونہٕ ہِ تس اَسی گٔت گژھان ۔ آہتیہ منزٕ لیٔ سُو ونہِ ____
بوٚ اَس سُوڈُون پھیش وِدان ۔ تِہتےٚ آو مےٚ خیال ہرگاہ بوٚ کوٚ نہٕ
انمہ گامس باگنیٔ آئس ۔ تیٚلہ کیا کرہ بوٚ ! بوٚ کتھ پاٚٹھی ہیکہ پینہ نین
انگن اَشناوَن ۔ بندھن باندھون تہٕ دیٔنی داسَن نِشہ دوٗر
رُوزِتھ ؟"

یُہتوُی یہ وکھنہٕ موکلیٔ ۔ ہیوٚتن بیٔہ وَدُن ۔

اَدہ مَتہ بُوزِتو ۔ لُوکن کوتا اَسُن آو ۔ اَسان اَسان گو ژمن
کانین گورُس ۔

———— ⁂ ————

Excellent Story indeed

پانژہم کتھ

# دھوبۍ سُند جودت

سُو اوس اکھ دھوبا۔ سُوئ اوس سٹھاہ لاچار۔ مال جادادہ کِنہٕ اوسُس خدایہٕ سُند فضلئ۔ صرف اکھ اُسُس خرہ ہَن اکھ۔ تسۍ اوس کامہٕ لاگان تہٕ دوہ گُذران کران۔ تیُوت گُذارہ بند تہٕ اُوس نہٕ زہٕ خرس کرہ ہے پلالہ۔ لہٰذا اوس خر بچور تہٕ دُوہہِ دوہس بور سأرتھ شامہ پیٹھٕ آندکھۍ میدانَن پھیر تھٕیوان۔ اَدہ یتہٕ کُونہٕ ذرمَن تھوپا۔ گاسہ تجایا نیچہٕ برگاہ اتھہٕ لجیس سُو اوس کھیوان۔ بٔیہٕ اگر کُونہٕ کِنٛز ونٛز دُچھون تنھ تہٕ اوس لیوٗ تھٕیوان۔ یتھےٚ پاٹھٕ اوس خر پننٕ یڈ بران۔

اکہٕ ورٕہہٕ ڈٔڑھی اَتھ پرگنہٕ کِس پرگنس سخ ہُکھےٚ۔ یتہٕ کُونہٕ نیچہٕ تُلِ۔ گاسہٕ برگ یا ذرمَن کُلۍ اُسی۔ تِم پییہٕ دزِتھ۔ خر بچارہ پیوٚ پڑاہ۔ کھینہٕ رُس کوتاہ درٕ کرہِ ہے۔ موخصر ہیوٚت تمہٕ وارہ وارہ

Bashir Ahmad Bhat
Shoul Bothingo Th Kulgam
Dist Anantnag class P.U.C

Gundi No wpora.

سۄتُن ۔

دھۄبِس ڈجیہ یہ وُچھتھ عناصِرہ ۔ نژُن فیٖشرُن اوس تس
یہ کُن خرتس تہٕ ہرگاہ کیٚھنہ کیۆت اوسُس ۔ سُہ لۄہ ہے نہ کھنڈہٕ ہار ۔
یمیٚ غوطن اوس گومت زہِ آشین لجس وننہِ —— "چھونا صلاح ۔
یہ خرہتھ گرٛھک ژٔہ وَن ۔ دُوریٚ کوتا چھوٚتیوٚت ! دۄہس گاسہ
کھیأو تھ ازہن شامن گھرہ دالپس ؟"

دھۄبِس آیہ وِزنا نہِ ہُند دائے دیوٚن براہیٚ ۔ اما پُز کھوژُنیٚ
آسنہ موجوب کھٕژِ تس وَنکُ ناو بُوزتھی تیٚر ۔ تہِ کیازِ تس
پوٚزُن زہ وَنس منز چھی سہنہ ۔ ہا پیٚٹھ تہٕ خبر کُم بلائہ آسان ۔ پیٚٹھ
اُس تمہِ دۄہن اتھ علاقس کرکھ زہ وَنہ چھوٚسہنہ میتو مُت ۔ امہِ
موجوب ڈلیٚ تس زیادے ژٔنِ ۔ لیکن خر بچاوُن تہِ اوس تس لازمی ۔
تہٕ کیازِ تسندِہ ورأیٚ اوس نہ دھۄبِس بچن پائے تہٕ کانھ ۔ لاچاری
تہٕ مجبوری ہندِس اتھ عالمس منز پیوٚ تس چھیکرس وَن کھسنہ
کوٚیٚ فیصلہ کرُن ۔

راتھ گئہ ۔ صُبحُن دراو سُلیٚ دھۄب ژُورہ جگراہ کرتھ خر ہیٚتھ



وَنس کُن ۔ اتہِ اوس انبرو انبرو گھاسہ ۔ خرس آیہ نہ پیٚژھ تہٕ تمِ
کھیوٚیڈ بڑتھ گھاسہ مگر دھۄبِس اُس تیٚژھ نہٹھ زہِ گاسہ تلُس ہرگاہ الہ ڈلہ
گژھان اوس تس اُس وائلج نیٚبر تھٕ ژلان ۔

وَنِ سُیھتوٚیٚ دوہ ہیوتُن لوسُن زہ دھۄبِ کیٚنہ گھرہ کُن نیٚرُنچ سکھر ۔
اُمیٚ ساعتہ وُل ہنگہ تہٕ منگہ کالہ اوٚبرن نبس نال زن ۔ اکھا اکھ گگرایہ
تہٕ وُزمل ہیٚرِن گژھُن زہ دھۄبس گو سخ گھبراٹھ ۔ اُتام تہِ اوس
سۄکھیٚ ۔ مگر یلہ پیٚتہ رُودہ ترٛٹھہ تہٕ انہِ ہیر لاجِن ۔ ادہ آو نہ دھۄبس
آگ باگ زہ وَتھ کپأری چھے تہٕ گرٛھُن کوٚت چھو ۔ قضا ہنہ کارہ گوٚ
انہٕ گٹہ منز دھۄبس بچارس خرتہٕ اتھہ تلہ ۔

پیأر آسہ رُودہ شاہ نہِ وسان ۔ ہپأرِ اوس گگرائو تہٕ وُزملو
کُنوٚیٚ گھٹا ٹوٚٹ تُمت ۔ اُتھی اندر خر راوُن ! ہیٚٹھہ وَنہ کِس سہہ سُند
ہیبت ۔ دھۄبس باسو زہِ شوٹھ گواز زوٚہ نشہ ۔ مگر زوٚہ کہ بارہ متہ
رُودسُو تہٕ کرتھ تہِ اٰنِ سارہِ پکان ۔ شائد اسس آش زہ
دِیُوہ کوٚ تہِ چھین جائے میلِئم !

انہٕ گٹہِ منزیٚ گیہ وُزملہ ۔ یمہ کہ گاشہ تس کوٚ ٹھا اکھ نظرہ گوٚ ۔

اُدتام واتنس تہٕ لوٗگ تَس گَھیٚنہٕ کھنٛڈ۔ اَتہِ یُتھوٗے بَرَس ٹھس ٹھس
کُرُن۔ اَندرہ دراے بُڈھا اَکھ۔ تَمہٕ یُتھوٗے مُسافر وُچھ۔ جَل جَل نیُون
اندرتہٕ تھووُن برتَر پَرتھ۔

دھوٗبس آے نہٕ پَتہٕ زِہ بوٗ کیاہ بچوس۔ مگر رُودہ گَٹہ کارن
اوسُس نہٕ کِہنہٕ تہِ باقی تھووُمت۔

دَانس تَل اَتھہ وُشناوان لَجُس بُڈ وَنُنہِ —— "توباتوبا وُچھتوی
چھو رُودہ باران۔ اما پوٚز یہ گَٹہ کار نہٕ زانہہ۔ وانٛس گیم یُتھی وَنس منز
روزان۔ اَدہ بوٗ سَراہ زانہہ سَہس۔ ہا ہیتس یا کانٛسہِ وَن بلاے کھوٗژن۔
مگر یمیٖے گُگراے ہُند چھُم سَخ کانٛپھ۔ اَکھ چھے نَس سٕتھاہ بصیر اَنٛمٛزر۔ وَنِ
وُچھنہٕ کوٗسہ رُودہ بلاے چھے یہِ پانس سیٖت والان تہٕ یتھ ژھَنہٕ
پَتس چھُم نہٕ اَکِس تہِ جاے دَرانی۔"

یمہٕ ساعتہٕ بُڈ دھوٗبس بُنیٛن یہ دادٕ کانٛگرِ وَنان اَس۔ وَنس
میتو مُت سَہسہٕ تہٕ اوس رُودہ کہ کانٛپہ تَمہٕ وِزہ بُجہ ہَنٛزہ لَبہ تَل پان
چھپان۔ چنانچہ بُزُ بُجہ ہُند داستان تیم تہِ۔

سُو لوٗگ پانسے سیٖت سونچنہِ۔ اَمایہ گُگراے کوٗسہ بلاے چھے!



یُس بُڈ نہٕ مہٕ تہٕ چھے کھوٗژان مگر گُگراے چھے کھوٗژان۔ سُو گُژھہِ کوٗسہ
تام دنٛگیٖرِی بلایا آسُن!"

ہوس گوس زہِ اچھوٗ گاژھ سُو بلاے وُچھنِ۔ سُہٕن سونٛچ۔ ظاہرا
گژھہِ آسُن نخہ پاہسے۔ وُچھتھی اگر گژھن تہٕ ہرج کیاہ چھُو؟

اَمی خیالہ رُود سَہہ بارِش درنہ پتہ تہٕ بُجہ ہنٛزہ لَبہ تَلے۔
ہُپارِ دراو دھوٗب دَرِہ پتےٚ نیٖبر۔ اَدتام تہِ آس اَنہ
گَژھ۔ اَدہ موجوٗب ہیوٚت تَمہ لَبہ سارِ سارِ یکُن۔ اَیتھِ اندر آو تس
کیاہ تام جنٛژل چیز اَتھس منٛز۔ اَدس تہٕ سوٗ سَہہ۔ مگر دھوٗبس
گو خیال زِ یہ چھُ خر میون۔ سُو وۄتھ تَس رُعبہ سان ——
"ہا اَے بلاے۔ ژٕ چھُکھ آیوٚت وومُت! دُلہ وَنِ ہاوے۔"
ژھیٖف دِن کیاہ گیہ! اَے وَنان وَنان لاٗے دھوٗبن سَہس رُمہ رزہ
ہُند پرتھ پوٚنٛش۔ سَہس گیہ عقلہ بقل۔ تَس بیوٚٹھ سَخ
میٖموٗن۔ زون۔ آسہ تیٚ سوٗ بلاے تہٕ یہیٚے گژھہِ آسُن۔ نتہ کُس
اَنہ ہشتھ کلہ زہ مہٕ بوٗہرِیٚ اَتھہ لاگنس! اَمی ہمیہ تَل نہٕ سہَن کلہ تہٕ تھود۔
دھوٗبی گَژھ بیٚہہ لَبہ کہ داہ مرہ۔ توبتہ گنٛڈنس گر دَینہ رزتہ واتہ نوٚدن



دھوٗب تھوٗرزہ گنڈتھ سٕہس گھرہ کُن یکہ نادان

راتھ کیو توئ گھرہ۔ اَتہ تھوٗن دوہ دِ شاہِ پاٹھی خرہ سنزیہ براٚنٛز ٹھکلس گنڈتھ۔ پانہ ژاۓ گھرہ تہ تراوُن ڈاف۔

پگاہ صُبحاۓ یلہِ دھوٗب بائ ننندرِ ہ وُژھ۔ تَس پیٛیہ منٛڈوہ دارِہ کِن ٹھکلس کُن نظر۔ اَتہ ٹھوٗئ تمۂ سٕہہ وُچھ رزِہ گنڈِتھ تس ژٕج کنٛی کرتھ یِھ نیر تھ۔ فوراً وُژہ نوٗ تمۂ رُون تہ دُنِنس۔ "ہپاہ! رُوچھتہ



خرس بدلہ کوٗسہ بلاے چھتھن ٹھکلس گنڈمتٕز"۔ دھوٗب دِرا چھنن مُورن تہ لوٗگ وُچھنہ۔ اَدہ یُھتوئ تس سٕہس کُن نظر پیہ۔ تسٕ رُودنہ حس ہوشی کُونہ۔ فقط لوٗگ وَننہ ـــــــ "گٹہ کارس چھوٗ ماپتہ۔

کیا آم اَتھہ!!"

وُچھان وُچھانی گیہ اَگرہ نگر کرئیکھ زہِ دھوٗبی چھوٗ سٕہہ گداٗمس گونڈمُت۔ واتان واتان واژ یہ شیچھ اَتہ کِس پاتشاہس تہ۔ تس آئیہ نہ پژھی زہ میانس ٹھکلس منٛز تہ چھوٗ بیتھ ہیو ولہ ویریُس سٕہس کا پہ اَنتھ ہیکہِ۔ تمٕ انہ نوو دھوٗب نادِ دِتھ تہ شاہی دربارہ طرفہ آدٕ تس القاب دِنہ تہ عزت کرنہ۔

کنہہ دوہی چھی گژھان زہ ہمسایہ مُلکک بیٛیہ پاتشاہن کوٗر اَتہ کِس پاتشاہس سیٛت جنگ کرنک اعلان۔ سُو اوس سٹھاہ زور آور پادشاہ۔ لہٰذا پیہ یمِس زِنگن چھاٛر۔ تہ کیا زہ اَمِس اوس بہتھ زہِ شوٗٹھس چھے نہ رانہ درِہ۔ تہ کرتھ تہ منگہ ناوِ ی رازن سٕئن ساری وزیر تہ وننکھ یِمہ کتھ چھے یہ کتھ۔ توہہ مشورہ کیا چھوٗ!

وزیرٕ لگی گوڈھ اکھا اکِس کُن وُچھنہ۔ تہ پتہ کوٗرکھ سونچا سمجھا چھکرس

دأیِ یتھ نتیجس پیٹھ زِہ لڑوٗنے چھ لتہ موتیجہ گژھو ۔ لہٰذا چھونا جان مقابلہٕ کرُن ۔ دِچھو گیاس پدِہ ۔ اکھا دٕتھو کھ ۔ ”لڑُن تہ گئو جان ۔ اماپوز ہاوُن سَنب تہِ گوژھ کانہہ بہودُرا اُسُن ییُں فوجک کماندار بنہِ ہے ۔“

کس تام ہیوٗا مِ ساعتہ دھوٗب ژٕتس ۔ سوٗ وُنھکھ ”ہم سوٗ سبہِ زندے رٹھ اوس اوٗ نمت ۔ تسندِہ کھوتہ بہودُر کُس آسہِ یتہِ !“

یہِ کتھ ژٕمے ٔ سارِنیٔ تہ یکدم آوٗ دھوٗب نادٕ دِتھ انتا دِنہ ۔ پادشاہن دُن تس زِہ کتھ چھے یہ ۔ چونکہ ژٕ چھک میانہِ سلطنتک بہودُر مھنو ۔ لہٰذا بنو وکھ مۓ ژٕ پننہِ فوجک سپاہ سالار ۔

دھوٗبی کورُبوز نا ۔ تو پتہ لوٗگ أندرِ پانس سیٔت وَننہ ۔ وُچھو پانہٕ ! کتھ تیالہِ لوٗگکھ ۔ گاسہ تلین کھوٗژن وول کرِہ کماندارٕی !! گوٗرِسیٔ آسہ ہی کھسُن تگان ! مگر یہ گوس أندرِ نیبرِ مابنہ ہیٔس کرتھ لدُن ۔ بکرُ دوٗر کرِتھ دُتھ پاتشاہس کُن ۔ ”عالی جاہ ۔



بوٗچھس تو ہُند اکھ ناچیز بندہ ۔ تو ہہ ہرگاہ بُوا تھ غرتس لائق زونہ دوس ۔ مجال چھا زِہ بوٗ پھرِہ کلہ ۔ مگر اکھ عرض چھم ؟“

پاتشاہس آیہ نہ پرٕھ زِہ ائم موٗن کیتھ پاٹھِ ۔ سوٗ لگس وننہ ۔ ”اکھ عرض کمیٔ ون ۔ چاںٕ داہ عرض منظوٗر !“

دھوٗب ۔ ”پاتشاہم ! بُوچھس تیٔلی کماندار بنتھ تتھۓ نیبرنس تیار ۔ یلہ مۓ پننیٔ آیہ کام کرنک واگذار روزہِ ۔“

پاتشاہ ۔ ”بیشک ۔ مۓ چھونہ امہِ خیطرہ کینہہ عُذر ۔“

دھوٗب ۔ ”میون خیال چھُو ۔ عالی جاہ ۔ بو گژھہ گوڑھہ پانے اوت برونٹھہ تہ بوٗ یہ پانہ محاذٕکی حالات سرِہ کھرِہ کرِتھ ۔“

امہ سیٔت گو پاتشاہس پورہ یقین زِہ ژٕہ یِ پاٹھ چھُو دھوٗب دلہ ویر ۔ تیم کوٗڈ شاہی حکم زِہ شاہی اصطبلک ساروی کھوتہ تیز رفتار گھوڑ گژھہِ فوجکس نوٗس کماندارس گھرِہ یُن واتنا دِنہ ۔

دھوٗب اینو امہِ ساعتہ تہِ لوٗت یوٗت تام زِہ وَنہ پاتشاہس ۔ مۓ اس پننیٔ خرہ ہنیٔ غنیمت ۔ مگر ہیوٗکُن نہ وٕنتھ ۔ مُدعا دراو دھوٗب گرِہ ۔ سیٔت گنس سائس شاہی گوڑ ہیتھ ۔

اَتہٕ لگِ باڑ زٕ اکھا کِس کُن وُچھنہٕ چھیکرس بوٗد دھوٗبیٖ آشنہٕ سوٗردی
روداد۔ سُو تہٕ گیہٕ ہے بُھنگہ ہش۔ مگر وُنی اوس نہ پتھ فیرنس
تہٕ وار۔

ہُپارٕ اوس نرگھوٗرا اکھ اکھ بِن دوان زہ عالم اوس کانہ پان۔
یمہ باڑہ ودٕنو منزہ یُس وُئی تس نخہ اوس گژھان۔ تِسی اوس اکھ اکھ
ٹُف لایان زہ کانسہ ہرگاہ سُو ییہ ہے۔ تَس گژھہ ہٕن کھاسرِ خبر
گٔر کھانٹ۔ اَخر وُتھ دھوب پننہٕ آشنہٕ کُن۔ "اما جلدی کیا چھے
تیژرا چھم نہ وُنی نیرُن تہٕ گیہٕ کیتھا۔ وٗاتِن شام ہیوٗ۔ اَدہ گیہ سکھ
کرِن۔ توٗ پتہ چھامہٕ کینہہ لامہٕ گژھُن۔ بوٗ چھُس سوٗنچان کُو نہٕ روزہ ہا
ژھیف وتھ!"

شامن تام کوٗر دھوٗبی بائہ گرُس دانہ گھاسہ کھیاؤ تہٕ کھر کھرا
ورکھرا۔ امہ سٔت ژٕج تس کھر نکھ ہش۔ ایتھ اتھاہس منز کوٗرن
تس زیٖن۔ موٗخصر آؤ دھوب تہٕ دوشوٗئی باڑن ہندیہ ہمتوسمتو گوسوٗ
تس پتھ سوار۔ شاہی گھُری ہیتوٗئی ژیوٗن زہ سوار ہا کھوت۔ ہیژرہ
تم ہِند دنہ نہ ودٕٹ نُکنہ۔ دھوٗبی بائہ اُس عقل کرئمژ۔ تمہٕ اوس



دھوب زینس سیٖت رزہ گنڈتھ تھوٗ ومت۔ نتہٕ زَن ہیژرودھوٗبیٖ
بوٗن وسنک آئہ پائہ کرُن۔ ایتھ ژھر تہٕ ژھر تہٕ منز لیجی کیتھ تام پاٹھ
گھوٗرِس کھوٗرِ۔ اَدہ متہ بُوزِتو۔ گھرِ کیتھہ پاٹھ ہیوٗت داوٕ کرُن۔
زوٗدہ کہ مارہ متہٕ ژٹِ دھوٗب گھرٔسنز یال کوٗمہ۔ اَدہ چھے نہ
تس خبر زہ سُو آؤ کتہٕ تہٕ ووت کوٗت۔

اَچھی ٹیٹہ دا ہرس منز تراوِ تمِ گام۔ سرٕ۔ وَن کیو دریاؤ
پتھ۔ مگر ہیتوٗئی تس ژٕلن پیٚیہ زہ گھر چھو دُشمنہ سندی بنس کُن
دوان۔ تس ہو چھہ چانچہ مانچہ پیئن کن دژائن ژھر ٹھ زہ
موٗکلہٕ ناشو ٹھ کوٗ نہٕ پاٹھی مگر کتہٕ! گنڈا اوس تس تیوٗت دوٗر زہ
اَلہ ڈلہ اوٗسُس نہ گژھان۔

تھوٗئی پیٖیہ تس اکس کلس کُن نظر۔ سوٗنچُن۔ ولا اتھی دمہ
تھف دیٖوٕ یہ بلائے تھف تُلِم۔ مگر کیو تہٕ سنا۔ تیزی منز
یُھتوٗئی تمٕ کُل تیہرس تھف دِژ۔ سُو آؤ موٗلے نیرتھ۔ وُنی چھو
سوارا اتھس کینہہ سر تا یوت کلاہ تیتھ داوٕ کران۔

دوٗرہ پیٖہ دُشمنہ سندین بنہ را اَچھن نظر۔ تمہ دوٗپ

كوٗسہ تام ووكھ بلايا چھے دَوان ۔ ڈھوٗبی كرِ يِہ پنئن كن تمن آكو
زہ شوٗھس كرِ توٗ پياسس خدا اَتھ روٗٹ ۔ مگر تمن گو ہيبت زہِ
غنيمی آؠ دٕھتھ ۔ يكقلم پھرِ تمو گُھرئن لاگم تہ پتھ برونٹھ دُچھنہ
درائی ہيوٗت تموٗ ژلُن ۔ دھوب تہ چھوٗپتے دَوران ۔

ژلان ژلان وأتِ سپاہ پننس پاتشاہس نِشہ تہٕ لگ
تس وَننِ ــــ "عالی جاہ ۔ دشمنہ سندٕ يہ بنہ طرفہ آؠ غنیم وٕھتھ ۔
برونٹھ برونٹھ چھے كوٗسہ تام بلايا ۔ ظاہر گژھہِ كُس تام دیو آسُن ۔
سوٗ چھوٗ نہ كوٗنہِ تھيتھ دِنہ دِوان ۔"

پاتشاہ لوگ وزيرن كُن دُچھنہ ۔ تم دٕپتس "حضور ۔ اسہِ وُن
نا ۔ گوڈھ گوژھ دشمن سند طاقت سرہ كرُن !"

پاتشاہن كرٕ لاچاری ظاہر تہ دُپنکھ "وُن يہِ گو تہ تہِ گو ۔
سوٗچن چھوٗ يہ زہِ برونٹھ كُن كيا كرو ؟"

وزيرن ہُند مشورہ سپُدٕ زہ شہر ترأوتھ ژلُن تہ چھیٹھ
لیکھتھ تھاوُن زہ أسی چھِ ہار مانان ۔

فوراً آیہِ اگرہ نگر پارٕ دِنہ زہِ شہر ترأوتھ گژھن



سارِ لوکھ ژلِنِ منٛتن اندرٕ گوٚكھم نگر خالی ۔

ییاری ٹھتوی دھوب اَتھ شہرس ژأو ۔ تِندِس گھوٗرس اوس نہ
كنُھ تہ بقايا رودمُت ۔ پھرِ كان تہ خمان یمہِ ساعتہ گھر اكس جایہ ٹھہريوٚ
دھوٗبس ژأو نوہِ سرہ زُدہیو ۔ دورہِ سیٚت آسی رزہ گنڈِ وُن ڈلیمتی ۔ اوہ
موجوب موكليوٗ تس كھہ تام كھہٕ تام پان تہ دُتھ بوٚن ۔

اَتہِ چھوٗ وچھان ـــــ نفیس شہرا ۔ اما پوز انسانا نہ كوٗنہِ كانھ ۔ وان
دٕھتی نگر سودا ہیٚنہ وول نہ كانھ تہ وأنی نہ كوٗنہِ بوٗد ۔ لَرہ تہ مندورہ اِستادہ ۔
نگر خاندار و درائی ۔ دھوب گو ہوٚرہ كارن زہ یہ كیا تماشاہ ! دولتھا
بے پناہ کھین خوردنی انبر و انبر و ۔ مگر نہ كوٗنہِ زَن نہ زأنپن ۔

نُے وُچھان وُچھان ووت سوٗ شاہی محل ۔ اندر ٹھتوی ژأو اَتہِ
چھوٗ وچھان پاتشاہ سندس تختس پیٹھ چھیٹھہِ ہنا اَكھ لیکھتھ ۔ ٹھتوی سوٗرن ۔
پَرتھ آئس نہ زہِ پتہ چھا پوزٕ دی ۔

فوراً ورأو واپس ۔ اِیتس كالس اوس تِسند فوج بنس پیٹھ وُتمت ۔
دھوب گو سیدہ سیٚود پاتشاہس نِشہ تہ حسبہ لاحکم ژأو سوٗ پاتشاہ
سندس خیمس ۔ اَتہِ كوٗرن پادشاہس آداب عرض تہ دُپنس ــــ

"پاتشاہم! بندہ آو کُو نٔی زٕ ژن غنیم زِمینِتھ ییہ گیہ تہنز چھٕ!"

پادشاہن یُتھوٕی چِھٹھ پٕر۔ سُو وُتھ تھوٗد تہٕ ژٕٹن دھوب نالہ مَتہٕ۔

توٚپہ دیُت تٔمی زیُونمُت ملک دھوٗبس جاگیر تہٕ وزیرن کُن وُتھ ____

"ہو دُرہے آسن گژھِہ تہٕ یُوتھوٕی ہیو!" مگر دھوب کوتا بہُو در

اوس۔ تہٕ آس تس پانسیٔ خبر!!

* * *

Best

Best

Best

Sunil Nirash

Khaiyar



شُرٕ کتھ

# دغا باز شال

سُو اوس اکھ شالا۔ تمسیٔ گو اکِس نائدس سیٔت یارانہ۔ بُوت

زِہ نائد اوس نہٕ شالس نِشہٕ کہٕنی کتھ کٔھٹتھ تھوان۔

دۄہا چھُو بنان۔ شال لوگ نائدس وَننہٕ "دوٚیُم با۔ دٔستہ

کارس چھُس نہٕ بوٗ لگان۔ اٰخر یہٕ بہہ وال روزہٕ بوٚ تہٕ کٔنتس کالس!

سوٚنچان اوسُس کٔنہہ کوٚ ماکرہ با!!"

نائدن پرٛژھُس۔ "اوہ باوٗن۔ چأنی مرضی کیا چھے؟"

شال وَنُس درجواب "زمینہٕ ٹکرا اگر بنہٕ ہے۔ بُوکرہ ہا تتھ

کٔلیأری"۔ نائدس آس پھٔہرٕ وٕر۔ سُو دُنُس۔ "اوہ با۔ یہ زٕ ژٕ زمینہ

ٹکرس مٔنٛز پان تہٕ جان گأیتھ باغ بنا وکھ۔ تہٕ گژھہٕ۔ بنٔ بنأیٔ باغیٔ

ہتہٕ موٗلہٕ۔ سیٹھ زان نم تہٕ ژم تہٕ پیٔ نہ گأنزہٕ تہٕ چون مُراد تہٕ ییہ بعمل"۔ پے

شال سپُدیہ بوٗزتھ سیٹھا خوش۔ نائدس نِشہٕ بارٕ نہٕ۔ پٔیتھ

سُواکس زمیندارس تہ ہیوٹن تس نشہ اکھ باغ موئِلِ۔ اَتھ اَسی برونھیٔ ہنیدہ وِنیند۔ لأر۔ خربُزِ تہ ژیٔرہ کھو تریلہ بُئیترہ واریاہ میوہ لگِیٔت۔ شالس کوڈ طمع ہَن کلہ۔ دِپُن۔ یم سأری میوہ کھیمکھ بُہٕ پانےٚ اوت۔

یوہےٚ خیال گنیوٚ تس دِلس زہٕ اکہِ دوہ ہیٚ پرژھُس نأیدن ـــــ

"باغس کھوکُر تھ؟" وُتأوِی کران وُنُس یورہ شال وننہٕ۔ "میوہ کُلِ ہاچھس لگمت۔ الکتوئ چھی لأر کلین۔ ہند وِنیند تہ خربُزِ کلین پوٚش تہِ ہیمِت۔ اماپوز دُنیہ لگنس کھنہ دوہ میوہ ہینٛس۔"

بیأرِ اوس نأیدس یہ دنان مگر بُیأر اوس دوہے باغ گژھتھ پھل تہٕ میوہ پانس یِڈ برِتھ کھیوان۔

داریاہ لتہٕ ٹیٖلہِ شالن کُنیٔ وکھنےٚ ہیٚر کرِنن زہٕ میوہ چھی دُننہٕ تہ پیٚیےٚ۔ تس گوٚ شک زہٕ کیا تام چھُ معاملہ۔ بناہر چھُ شالہ کاک منہٕ بأزِی تاران۔

دوہ اکہِ ژھُوئ شال باغ دُتھ۔ پتےٚ گوس نأمد وچھنہٕ زہٕ چھُ ژھتہٕ کران۔ اَمہٕ دوہ اوس شالہ کا کنہ دَنہ کنہ پنہ



نین سأرِنی واقفکارن سال کورمُت۔ نأید یوٚہ ٹھ رأسہ پأٹھِ دوٚسہ اَکِس ژھاےٚ تہ چھُو اکہِ لیٖہ منٛزِ اَندرم تماشہ وُچھان۔



نأید چھُو رأسہ پأٹھی اکہِ لیٖہ منٛزِ اَندرم تماشہ وُچھان

اَتہٕ چھُو نہٕ کنہ پیٚشو کو نُوئ ژٔلِ گرُس بلہِ نو ومُت۔ اکھ چھُ ہنیدہ وِنیندن دند دِوان تہ بیاکھ خربوزِس ژوپ کڈان۔ اَکِس چھے خوبأن ژیٔرہ اَسِس منٛز تہ بیاکھ چھُو نیٖلِ بادم کھنوان۔ پینٛچھ

چھوٗشالہ کا خاطرٕ س۔

نایدن یُتھوئی یہ تماشہ وُچھ۔ تس گٔنڈٕ ن کوٗنی نٔشی۔ اما پوٗز اتہٕ اوٗسُس نہٕ کرتھ کڈنس تہٕ وار۔ اگر افشا گوٚس تٔم ژھنہ بانس تٔژھہ کڈتھ۔ اندری گوس۔ مگر دندکان ٹکان ڈٔگ پانسٕ سیٹ ونن "اوہ بادغا بازہ۔ اگر نہ امیوک قصاص ہیوتے تیلہ چھُس نہ وُستہ!" کھنا چنا کرتھ درائے شالس پٔژھ تہٕ سوٗ تہٕ دراو تمن رخصت کرنہٕ پتہ پتہ۔

اتھی اثناہس منز ژاو نایدرائس پاٗٹھی باغس اندر تہٕ اتہٕ ژھن لایکلیچہ اکس رائٹھ دٔزراکھ اویزان۔ سونچن یہ لوٗ دٕ شال ییٔ ازنہ پگاہ ضرور یورتہٕ ژھانڈ دِوان دِوان واتہٕ سُو یتھ دٔزرہ نِشہ۔ نایدن کٔر کامہ۔ اتھ دٔزرہ پیٹھ کنہٕ تھاونی پنہ وُتھرن منز تتھ پاٹھی شراکھ اویزان یتھ سُو آسی دٔرسہ سیٹ بوٚن وستھ پیہٕ۔ تو پتہ دراو واپس گھرہ۔ امہ دوہہ نہ دوٚن شالنی نایدس کنھہ تہٕ نہ پرژھہ وُستہ کارنی شالس کیتھہ۔



راتھا گیہٕ۔ صبحن لاروٗ گاش پھولنےٚ شالہ کاک باغ۔ خیال اوٗسُس نہٕ کینہہ بےٚ بجیوٗ مُت آسہِ تتھ تہٕ کرہ گراس۔ یُتھوئی باغس ژھانڈ دِوان دِوان لاریچ دٔزراویزان نظرِ گیس بکقلم دِژن تم تتھ تھف۔ شراکہ اس زیری یا ژلگز زٕ سُو آسہِ شالس منگہِ لانہ۔ تس آئیوٗل تہٕ دُزل بوزنہ۔ زوٗتن۔ نایدس چھوٗ پتہ لوگمُت۔ یہ چھُوٗ تسنٕزوی کرتوٗت۔

وٕنہ مارُود شال یارس بتھ دیوٗن لاق موخصرکٕڈ تٔر تکھ تہٕ ژوٗل پتھ وَن۔ اتہٕ کھیٚن کینہہ بوٚڈ ووٚڈ۔ یوٗت تام چھوکن انگ آس۔ تو پتہ پیٚس بیہ نفرن فکر۔ آخر کوٗت تام کرہے سوٗ ژنگی موٗن پیٹھ گزارہ۔

سونچان سونچانی آسس بیہ شیطنت کرنک خیال۔ ژھل ژھنتہ ازی ورائی ژان اوس نہٕ تس دماغی کام کران۔

رُود اوسُس سخ ہیوٗ مُت۔ ژو پاراس درہ ڈینب بنیمت۔ شالہ کا کن کٔر کام۔ تم اُنز ژڈ ہنا اکھ۔ اتھ برژہ تالہٕ تام رب۔ پھٹکورنس تازہ پنہ وُتھرن منز

ٹھانہ۔ دژمن آرہ ہنا تھاؤنس گٔلس پیٹھ۔ تو پتہ دراو دوٚہہ
لُسنن باگی اکِس سرہ کُن تہ ہیٚتن اَتہ کوچہ پیٹھ کوچہ آلوٚن۔
"گٕنومہ ہے لُو!! بُڈ ماجا اکھ وُژھس — "ہتہ باگُنو والہِ۔ تلہ
باپیارِ یہ!" شال ژاو آنگن۔ بُڈماجی لٔجِن پرژھنہِ ——
"تلہ باہاوٚ۔ گٕو کیوٚتھ چھُوی؟" شال وُتھس درجواب۔ "ہتہ
بِی گٕوچھُوی کوفرہیو۔ کھٕنہِ وزہ کرہ ہام وعائے خیر!"
"نہ باتو تہِ ہاوٚ؟" بُڈموج لٔجِس وَننہِ۔

"ہتہ بی۔ یژھ تہِ ہابی گژھہ کانسہِ کیرِن۔" شالہ کاکن
کھارڈ تکس درہہش تہ چھُس وَنان۔ "شام ئے گومُت
آسہِ ہے۔ بوہ ادہ ہے گُٕو کتھ چھی وَنان۔ باخدا چھم پننہِ
مأشہِ ہُند!!"

بُڈ ماجِ وُژھس۔ "ادہ باتہ دوٚلہ توکلسیٔ پیٹھ سہی۔
وَن کٔتھ پأنسہ وأتِی؟" شالن چکوٚو نرخ۔ ہارہ رٹھیٚن تہ
کٹاوُن۔

ادہ پتہ یلہِ بجہ ماجہ سُو گٕو ژوٚ دُمٹرر۔ تمہٕ ساعتہ یہ تمہ



شالس وُن تہ دکُھن۔ تہِ دِتھکیہ ایرہ۔
کھٕنہ کالاگو۔ شالس موکلیو بیٔہ اَن پأنی۔ دراوٚ ییہ نفرتنس
تاوٚنس۔ تند توٚ نصیبو اوس وَتہِ نشیٔ داند اکھ مودمُت۔ شالن
زون غنیمت۔ گو تہ ہیوٚتن اُتھی وند دیوٚن۔ مٔلہ تُلِ نیو شالن
اَتھ ہفس کھوکھرِ ناوِتھ۔ تو پتہ اوس اُتھ اندر اٹِھ اکھ اکھ
تِکھاٹھان تہ کھوان۔ وَخ اوس گرمژھم۔ شاہمتنہ کارہ تتوٚ
تاف۔ اَمہ سیٔت گیہ بتہ شروٚکتھ۔ شالس رُوزنہ نیبر
نیرنس باقھیٔ۔

اُتھ اتھا ہس منز آیہ اپارِ واتل تہ اُگرتم اُکرس کھوڈ
ژھننک سُنز کرنہِ۔ شالس ژایہ نٹھ زِہ شوٹھ لوٚگ زالہ۔
مگر سُو اوس تیوٚتھ چالاک زہِ اَتہِ تہ گنزرٕن ژھوٚنب۔
ہنگہ تہ منگہ گیہٕ داندہ سندیہ ہفہ منزہ اِنسان آواز۔
"خبردار۔ یُتھنہ مٔہ کانٛہ اَتھہ لاگہِ! بو چھُس یمہ جایہ ہُند موکل۔"
واتل بچارِ آسیہ دٔم تہ وَہمی۔ تمو دُپ چھُونئے کیا تام تہِ
مُردہ منزہ انسان کتھ کتہ! تمن گیٔہ گمہ ژھٹھ پھیرتھ۔ گِلِ گنڈتھ

چھکُ فندباز۔ اگر ژلہ ہم یشوٹھہِ کاسہِ ہوٗتوٗپ دوٗپ! "شالن دُنس۔

"اچھا!" مگر ییاآر ہیوٚتن ژالہِ اُتش تراوُن۔ تراوہِ ہے نا۔

جانِ مُنس بیٹھہ ہےٚ دوتمُت اوسُس۔

وُستہ بائہٕ گواوٗش وچھتھ کیا تام۔ تمہٕ سوٗنچ۔

"آنگنہ منزٕ کوٚت ژلہِ یہ۔ مرنہ چھس مرہ نوٗی۔ وٚنۍ نےٚ

تمریشہ دام تہٕ چینہ دِمِس یشوٹھہِ وَسہِ نہ یہ گُناہ قیامتس تام

تہٕ اَٹہ بارہ" ۔ ہی سوٗنچان سوٗنچان مُژروو نائید بائہٕ تس زنگن

گنڈ۔ رائےٚ اَسِس۔ ہٹس چھیس رزکرتھۍ۔ ژلہِ کوٚت۔ مگر

شالس یُتھوی زنگہ موکلےٚ ئہٕ۔ تمۍ دیوٚت رزہِ کوٗنوی درسہ۔ وُستہ

بائی آئہ یک پاسے وکُراو نہ تہٕ تس زٕجی اَتھہ منزہ رزنہیر تھ۔ اَدہ تہٕ

آوٗ نہ بوزنہ زہِ شال کپارۍ گوٗ وُڑتھ زن۔

سوٗدوہ تہٕ یہ دوہ۔ شالن ہیوٚت نہ تمہٕ پرگنگ دوبارہ

ناوُ تہِ زانھ۔

---